110/-

# قصیدہ بردہ

از

## تاج الادباء حضرت شیخ امام محمد شرف الدین البوصیری الدلاصی


فارسی ترجمہ

از

حضرت ملا محمد عبد الرحمٰن جامی

رحمۃ اللہ علیہ

کاشُر ترجمہ

از

ڈاکٹر رشید نازکی

پروفیسر شعبہ کشیری، کشیر یونیورٹی



تابش پبلی کیشنز سری نگر

مہتمم ——— سیّد مجتبیٰ علی احمد اندرابی

خطاط/سرورق ——— معراج ترکوی

گوڈنیُک چھاپ ——— جنوری ۱۹۹۲ء

تعداد ——— ۱۰۰۰

چھاپ خانہٕ ——— شالیمار آرٹ پریس سرینگر

موٗل ——— ۵۱ روپیہ

# عرض ناشر

یہ چھ پزٕی پاٹھۍ اللہ [illegible] ند کرم زِ مےٚ پیٚیہ جناب ڈاکٹر رشید نازکی [illegible] سٕنٛد ترجمہ
قصیدہ بردہ شریف [illegible] پرٛٮ۪ہ سعادت نصیب۔ یہِس رتہٕ کالہٕ پٮ۪ٹھ یہِ دوہہ
جناب نازکی [illegible] مےٚ یہ خوش خبر بوزٕنِتھ زِ تِم چھ قصیدہ بردہ شریفک کاشُر منظوم
ترجمہ کران [illegible] بوزناوکھ پننہٕ مخصوص لیہہ منز اکھ کینہہ شعر، جذباتن [illegible] منز سو
کیفیت [illegible] پھرن یس نہ زبوے مٚے اوس لوکچار پٮ۪ٹھ یہ قصیدہ شریف [illegible] عربی زبانٕ
[illegible] تہٕ پورمت تہٕ اکھ فارسی ترجمہ تہٕ اوسُم نظر گومُت، اما پوٚز کاشُر
ترجمہ بوزان باسیوو زن تہٕ بہٕ گوڈنچہ لٹہِ یہ قصیدہ بوزان چھُس امہ کِنہِ شعرن ہندی
ہم جہتہٕ آسی نہ مے اوت تام درینٛٹھ آمُت، یم مے گوڈنچہ پھِر نازکی صابن ترجمس
منز نظرِ گے۔ نازکی صابن چھ اکھ ترجمس منز تِم لوکٹہٕ ورٕتھناوی مٕتۍ تہٕ تِم پہلو
گاشرِ اوی متۍ، یم یوٚدوے زاصلی قصیدہٕ شریفس منز موجود چھ اما پوٚز مے
ہوٚن کم سوادن ہنز وٚاتھ نٕشہٕ آسی ونیک تام ژھایہ۔

پریتھ زبانی ہنز شاعری چھ پننۍ اکھ مزاز، آسان تہٕ محض لفظن تہٕ اچھرن ہنز زالکاری
تہٕ ہیکو نہٕ اسی کُنہِ زبانی ہند مزاز زانتھ۔ نازکی صابن چھنہٕ اکھ ترجمس منز عربی لفظو
بجایہ کاشرۍ لفظے یانی ورتاوی متۍ، بلکہ چھک پور قصیدہٕ شریف کاشرِ ووٚمُت تہٕ اوے
کٔر باسیوو مےٚ یم کاشرِ شار سیوٚد میانہٕ ذہنہٕ پٮ۪ٹھ دِلس تام واتان تہٕ اکھ
ضرب لایان، تہٕ سُہ کیفیت پادٕ کران یُس بہ لولہ والین ذکرِ نبی صہ پادٕ گژھہٕ
تہنز وٚاچھوکِ خون ہرتھ نبی ہندِس دربارس منز لولہ ڈالی بنتھ چھنے پیش پیدان۔
یوہے وجہ چھ زِ مےٚ ہیوٚت جناب رشید نازکی صابس یہِ کاشُر ترجمہ چھاپنک
اجازت، تاکہ یہ وٚاتہٕ کٔشیرِ ہندین عاشق رسولن تام تہٕ تِم تہٕ سپدن امام بوصیری رح
ہندِس قصیدہ شریفکین ظاہری تہٕ باطنی خوبیو نشہٕ زانیاب۔ اللہ تبارک تعالیٰ
دِین جناب رشید نازکی صابس اتھ لولہ مزدورِ رٕتہ پوشہٕ وُن اجر۔ تہٕ پرن والین
دِین خوفہٕ تہٕ ہراسہٕ نشہٕ نجات تہٕ کرِن پننس ٹاٹھس نبی صہ بندس رحمتس تہٕ شفاعتس
دوہ میدار۔

هُوَ الْحَبِيْبُ الَّذِيْ تُرْجٰى شَفَاعَتُهٗ
لِكُلِّ هَوْلٍ مِّنَ الْاَهْوَالِ مُقْتَحَمِ

محمد امین اندرابی

# پیشِ لفظ

بَلَغَ الْعُلیٰ بِکَمَالِہٖ　　کَشَفَ الدُّجیٰ بِجَمَالِہٖ
حَسُنَتْ جَمِیْعُ خِصَالِہٖ　　صَلُّوْا عَلَیْہِ وَاٰلِہٖ

نعت لیکھٕنۍ یا نعتس شعرس منز ترجمہ کرُن چھُ بیک وقت اکھ سٹھاہ مُبارک تہٕ مسعوٗد کام تہٕ ستی مشکل تہٕ دشوار کام تہٕ۔ یہ چھُ تخلیقی فنکارہ سندین دۄن وصفن اکے وقتہٕ امتحان کران۔ اکھ تمہ سند حُبِ رسولِ رحمت صلی اللہ علیہ وسلم یُس دینی زندگی ہند رُوح، رُوزتہٕ تہٕ لبِ لُباب چھُ۔ دوٚیم تمہ سنز شاعرانہ صلاحیت یُس محنتہٕ تہٕ کسبہٕ ستی حاصل چھنہٕ سپدان بلکہ چھے سراسر خُدایہ پاک سنز عنایت

آسان۔ انسان ہیکہ اتھ وہبی قابلیتس محنتہٕ ستی پھانپھلاوتھ تہٕ بارس اَنِتھ مگر اگر یہ قابلیت تس اندر ژی موجود آسہ نہٕ تیلہ کیا کرِ؟ سائنس بُزرگ شاعر تہٕ ادیب ڈاکٹر رشید نازکی صابس منز چھ خدایہ سِند فضلہٕ ستی یم دۄنوۓ وصف کماحقہٗ موجود۔ شاید چھُ یوہے وجہ کہ کاشُر ادبُک تاریخس منز گوڈنیچ پھِرِ یمنے اللہ تعالیٰ ہن قصیدہ بُردہ شریفک ترجمہ کرنچ سعادت عطا۔

یتھ ترجمس پیٹھ قلم تُلنہٕ وِزِ چھُ مےٚ اندر پننہٕ کمتری، خاکساری تہٕ علمیتہٕ تہی دامنی ہند احساس تھر تھر پاد کران۔ ذکر چھُ تمہ بارگاہِ قُدسک یتہٕ کُمن کُمن خدامستن شہہ چھُ رُوزتھ گژھان سہ

ادب گاہیست زیرِ آسمان از عرش نازک تر
نفس گم کردہ می آید جنید و بایزید اینجا

یوسہ بارگاہ اقبالہ سندین لفظن منز پیٹھ راہرو سند مقام تہٕ منزل چھنہٕ تہٕ یتھ اندٕ اندٕ سارے کائنات طواف چھے کران تہٕ یتھ اقبال

سوز و مستی پنُدِ عالس منز سوٗرے کینہہ گنزران چھُ سہ

نگاہِ عشق و مستی میں وہی اوّل وہی آخر
وہی قرآں وہی فرقاں وہی یٰسیں وہی طٰہٰ

یتھ متعلق سون نادم صاب پنُنِس خاص عشقیہ اندازس منز یتھ پاٹھۍ وَنان چھُ سہ

نعلین کرہا بتھِ کس دالس
جرہس ہیم زبے لعل رخشان
ییہ ناتہ لاگِ نا پایِن حالس
سوز بہ استقبالس جان

ییمہ کہ تعریفُک حق ادا کرُن نشہ غالبن ہی عظیم تخلیقی فنکارن تہ قادرُ الکلام شاعرن بے بسی ہند اظہار کوٗر۔

غالب ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذات پاک مرتبہ دانِ محمد است

غرض ییمہ بارگاہ ہند رُتبہ عالیہ خاطرٕ آخری لفظ یوٗے چھُ زِ سہ

بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

مے ہیوٗ بے عمل تہ سیاہ کار چھا اتھ لایق زِ تہ تتھ پاک تہ مقدس موضوعس پیٹھ قلم۔ اگر یا کُنِس محبوب نبی سُند حکم آسہے تہ زِ بزرگن ہند حکم پنُنِ کرِ و تعمیل مے ہیوٗ گوناہگار غلامِ غلامانِ محمد صلی اللہ علیہ وسلم کرِ ہے نازکی ہانکن حکم بجا انہ تنگ جرُت۔

اسلامی زندگی ہند محور و مرکز تہ روُح چھُ نبی رحمت صلی اللہ علیہ وسلمن ہند محبت۔ پانہ فرمودُکھ:

لَا يُؤْمِنُ اَحَدُكُمْ حَتّٰى اَكُوْنَ اَحَبَّ اِلَيْهِ مِنْ وَّالِدِهٖ وَوَلَدِهٖ وَالنَّاسِ اَجْمَعِيْنَ۔ (بخاری و مسلم عن انسؓ)

(توہہ منز ہیکہ نہ توتتام کانہہ شخص موٗمن آستھ یوت تام بہ تمس نِش تس ماجہ ، پنُنین اولادن تہ دُنیہکین تمام لوکن ہند کھوتہ زیادٕ ٹوٹھ آسہ)

تہٕ ربّ ذوالجلالہٕ سٕندِس کتاب پاکس منٛز چھےٚ یہٕ تعلیم پھِر پھِر ورٲشناونہٕ آمٕژ۔ سورۂ نساءٕ ہَس منٛز چھُ ارشادِ باری:

فَلَا وَرَبِّكَ لَا يُؤْمِنُوْنَ حَتّٰى يُحَكِّمُوْكَ فِيْمَا شَجَرَ بَيْنَهُمْ ثُمَّ لَا يَجِدُوْا فِيْٓ اَنْفُسِهِمْ حَرَجًا مِّمَّا قَضَيْتَ وَيُسَلِّمُوْا تَسْلِيْمًا ۝

قسم چھےٚ تٔمِس ربّ سٕندٕ یا محمّد (صلی اللہ علیہ وسلم) توٚتہٕ تام چھِنہٕ یِم مومن یِوان تام نہٕ ییٚنہٕ تمام مسلن منٛز یِم توٚہہِ فٲصلہٕ کرِن والٕ بناون تہٕ تِمہٕ پیٚتہٕ گژھِکھ نہٕ تِہُند کُنہٕ فٲصلہٕ ستۍ دِلس کانٛہہ گرانے بلکہ کرِن توٚہہِ بروٚنٛہہ کنہٕ سرِ تسلیم خم۔

سورۂ احزابس منٛز چھُ ربّ فرماوان:

وَمَا كَانَ لِمُؤْمِنٍ وَّلَا مُؤْمِنَةٍ اِذَا قَضَى اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗٓ اَمْرًا اَنْ يَّكُوْنَ لَهُمُ الْخِيَرَةُ مِنْ اَمْرِهِمْ

(کانٛہہ مومن مردس یا مومن زنانہٕ ہٕندِ خٲطرٕ چھِنہٕ یہ جایز کہ یِلہٕ زن خُدا تہٕ خُدایہٕ سٕند رسول کُنہٕ معاملُک فٲصلہٕ کرِ پتہٕ کیا روزِ تِمَس پننِس معاملس منٛز پانہٕ فٲصلہٕ کرنُک کانٛہہ اختیار)

سورۂ حجراتس منٛز چھُ مسلمانن تنبیہہ یِوان کرنہٕ کہ تِہنٛز آواز تام گژھِنہٕ نبی سٕنٛز آوازِ کھوتہٕ زیادٕ بڑٕ آسٕنۍ نتہٕ تِہنٛز سارے عمل گژھن برباد:

يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَرْفَعُوْٓا اَصْوَاتَكُمْ فَوْقَ صَوْتِ النَّبِيِّ وَلَا تَجْهَرُوْا لَهٗ بِالْقَوْلِ كَجَهْرِ بَعْضِكُمْ لِبَعْضٍ اَنْ تَحْبَطَ اَعْمَالُكُمْ وَاَنْتُمْ لَا تَشْعُرُوْنَ

ایمان دارو نبی سٕنٛز آوازِ کھوتہٕ مہ کٔرِو پننٛز آواز بُلند، نہ مہ کٔرِو تِمن ستۍ تِتھہٕ پٲٹھۍ بڑٕ بڑٕ کتھ یِتھہٕ پٲٹھۍ پانہٕ وٲنۍ اکھ أکِس ستۍ کتھ چھِو کران، یِتھِنہٕ سارِنے عملن پیٚتہٕ گژھن نٕو تہٕ توٚہہِ لگِو نہٕ خبرے تِہِ ستۍ۔ چھُ اسلام اَسہٕ یہٕ تعلیم دِوان کہ نبی سٕند درجہ بڑٕ آدٕ تہٕ گژھِنہٕ خُدا بناوُن۔ محمّد صلی اللہ علیہ وسلم (تِمن پیٹھٕ ساٚنۍ زوجان تہٕ سون ہر کانٛہہ چیز قربان) آسۍ خُدایہٕ سٕندۍ بندہ تہٕ رسول تہٕ یِہے چھُ اسلامُک

کلمہ شہادت اَشْھَدُ اَنَّ مُحَمَّدًا عَبْدُہٗ وَرَسُوْلُہٗ۔

قُرآن چھُ وَنان:

وَمَا مُحَمَّدٌ اِلَّا رَسُوْلٌ اَفَاِنْ مَّاتَ اَوْ قُتِلَ

انْقَلَبْتُمْ عَلٰٓی اَعْقَابِکُمْ۔

محمد (صلی اللہ علیہ وسلم) چھ فقط رسول خدا اگر تِہند انتقال

سپد یا تِم بدرجۂ شہادت واتن تیٚلہٕ پھیرِو واہ تیٚلہٕ دِینہٕ نِش پوت؟

یتھ پاٹھۍ چھُ اللہ تعالیٰ نبیس حکم فرماوان۔

قُلْ اِنَّمَآ اَنَا بَشَرٌ مِّثْلُکُمْ یُوْحٰٓی اِلَیَّ اَنَّمَآ

اِلٰھُکُمْ اِلٰہٌ وَّاحِدٌ۔

فرماوِو (یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم) بہٕ چھُس تُہندی پاٹھۍ انسان۔

یمِس پیٹھ وحی چھ نازل سپدان زِ تُہند معبوٗد چھُ اکھ واحد خُدا۔

یوٗہے وجہ چھُ یمہٕ دُنیہچہِ زندگی ہندِ آخری دوہن منز آسی سانس

نبس نبیس پیٚہے فکر دامنگیر کرِ میانہٕ اُمت گژھہ نہٕ میانہٕ قبرِ سجدگاہ

بناوِنۍ۔

محبت تہٕ احترام رسولس متعلق اسلامچ یہٕ متوازن تعلیم چھنے اَتھ

سوکھوٹ فراہم کران یتھ پیٹھ اَتھ نعتیہ شاعری پرکھاوِنۍ پزِ۔ یتھ

رُود اَتھ فنی تہٕ شعری پہلوٗ تہٕ ییٚہ ادبی معیارو ستی سَرکھرہ کرنہٕ۔

یوت تام مواد تہٕ فکرِ ہند تعلق چھُ قصیدۂ بردہ چھُ خالص

اسلامی فکرِ ہند آئینہٕ دار۔ اسلامس منز توازُن روحس تہٕ مادس، دنیاہس

تہٕ عقباہس، نفس پرستی تہٕ نفس کُشی اندر قایم کوٚرمُت چھُ تہٕ چھُ اَتھ

سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ امتیازی نشان تہٕ قصیدۂ بردہ چھُ امہٕ توازنُک بہترین

عکاسی کران۔ حضورن ہنز جامع کمالات تہٕ متوازن زندگی ہُند

عکس چھُ نہایت خوبی تہٕ حسنہٕ سان قصیدس منز پیش آمُت کرنہٕ۔

چنانچہ یتہٕ زن اکہ طرفہٕ تہند زہد، عبادت گذاری، فاقہ مستی تہٕ

دُنیا نِشہٕ کامل بے رغبتی ہنز ذکر کرنہٕ آمُت چھُنے تتہٕ چھُ اکھ رتہٕ تہندین

انقلابی تہٕ معرکہ آرا کارنامن ہند تہٕ دلپذیر تذکرہ۔ یمو کارنامو منز اوس

اکھ عظیم کارنامہٕ اصحابن (رضوان اللہ تعالیٰ علیہم اجمعین) ہنز ہسو پاکباز تہٕ انقلابی جماعت تیار کرٕنۍ یمو پتہٕ سورُے تہہ و بالا کوٗر۔ یتھ پاٹھۍ ییٚس انقلاب حضور وانسانی تارٟخس منز پادٕ کوٗرُ چھُ دشمنن ہنزن نظرن منز تہٕ سارنٕے کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ بے نظیر۔ اَمہِ نقطہٕ نظرٕ چھُ قصیدہٕ بردہ حضورن ہنز شخصیت یتھ پاٹھۍ پیش کران؛

اَحَلَّ اُمَّتَهُ فِي حِرْزِ مِلَّتِهِ
كَاللَّيْثِ حَلَّ مَعَ الْأَشْبَالِ فِي أَجَمِ

زنتہٕ سہہ منٛز بچن رٕچھن پالان
وہ متس تمہِ تھی چھٕ لشتی بان

یتھے پاٹھۍ ییتہٕ زن اکہِ طرفہٕ حضورن ہند بے پناہ عظمتُک ذکر چھُ اُمّت کرنہٕ تتہٕ چھُ یتہٕ اُمّت یاد تھاونہٕ کہ تم چھِ خدایہٕ سٕندۍ بندہ تہٕ رسول۔ سارنٕے کھوتہٕ بوٚڈ انسان تیوٚت بوٚڈ تہٕ تھوٚد زِ خدایس وراے چھُنہٕ کانٛہہ تتہٕ سُہ بجر تہٕ تھزر حاصل، مگر انسان

فَمَبْلَغُ الْعِلْمِ فِيهِ أَنَّهُ بَشَرٌ
وَأَنَّهُ خَيْرُ خَلْقِ اللّٰهِ كُلِّهِمِ

قصیدس منز چھِ امام بوصیریؒ برٕٛ لطیف طریقس منز تمہِ شاہراہِ اعتدل وتوازنٕچ نشاندہی کران یوسہٕ اسلامن دنیا پرستی تہٕ ترکِ دنیا ہُس درمیان قایم کرمژ چھےٚ نفس چھُ لذت پرستی نشہِ یتھ رٕٹن تہٕ رام کرُن گرٕستی چھُ اکھ خیال تھاوُن کہ بالکل خالی یڈ ہُند فتنہٕ تہٕ چھُنہٕ شکم پرستی نشہِ کم آسان سہ

لذتن موتہٕ بہٕ یاغی رام کرُن
ہٕنگہِ ہرنار رٕٹن بدام کرُن
سوٚم رٕٹن یتھنہٕ فاقہٕ روزی زانہہ
کوم کرُس یتھنہٕ ژوٚرِ سوزی زانہہ

میانہِ زاے چھےٚ کہ قصیدہٕ بردس یوس مقبولیت حاصل سپٕزمژ چھےٚ تہٕ یتھ بیٹھ پانہٕ نبین مُہرِ تصدیق ثبت کرمژ چھےٚ تمیک وجہ

چھُ یہِ کہ اَتھ اندر چھِ اسلامچ متوازن تعلیم خالص تہٕ بے آمیز طریقس منز پیش آمہٕ کرنہٕ۔

یوٚت تام قصیدُہ بردک فنی تہٕ شعری پہلوٗک تعلق چھُ ادبی، غار جانبدار طالب علمس پیٚیہ یہ اعتراف کرُن کہ اَمہِ لحاظہٕ چھُ قصیدہ واریاہ کمزور۔ اَمِچ زبان چھِنہٕ معلقاتن ہنٛز ڈُب ڈُب کرٕونٕ زندہ تہٕ متحرک زبان نہ چھےٚ حضرت حسانؓ بن ثابت ہنٛز قرآن و حدیثس ستیٚ رلہٕ وٕنی آسمانی آہنگچ زبان۔ اَتھ اندر چھِ استعارہ، موسیقی، روانی تہٕ برجستگی قریب قریب مفقود۔ حق چھُ یہِ کہٕ مےٚ کوٚر قصیدہ بردک حقیقی لُطف نازکی صابنہٕ ترجمہٕ نِشہٕ حاصل۔ فنی لحاظہٕ چھُ تِہنٛد ترجمہٕ اصلہٕ نِشہٕ بلاشبہ بہتر۔

فنک زُو زبتہٕ چھُ ستہٕ تازہٕ استعارن ہنٛز تخلیق۔ اصل قصیدس منز چھےٚ یہ کمی ٹاکارہ پاٹھۍ محسوس گژھان۔ اَتھ برعکس چھُ نازکی صابن ترجمہٕ بیان محض (ABSTRACT STATEMENT) استعارٲتی زبٲنۍ منز منتقل کرنچ اکھ بہترین مثال۔ یہ سمجھنہٕ خاطرہٕ چھُ پوٗرہٕ قصیدک تہٕ تمکہ ترجمُک تقابلی مطالعہ ضروری۔ مطلب واضح کرنہٕ خاطرہٕ کرہ بہ کینہہ مثالہٕ پیش۔

گوڈنکس شعرس منز 'نادلاین' دوٚیمس منز 'وزمن ہند گینڈ کرُن'، ترٛیمس منز 'لول نالس رٹِتھ گنڈان بازر'، شُراہمس منز 'لاگمن تھَپ کرو'، اکوہمس منز 'ہانگہ ہرنارٹن' چھِ تمہ لوٗبہٕ وٕنۍ استعارہ یم اصلس منز مفقود چھِ۔ پانژاہمہ شعرکس ترجمس منز چھُ نازکی صابن 'طوٗرک' استعارہ بڑہٕ خوٗبی سان ورتومُت تہٕ 'طورن' تہٕ 'نورن' چھِ دلاویز موسیقی پٲدٕ کرمژ۔ اصلس منز نہٕ چھُ کُنہ طوٗرک ذکر تہٕ نہ نوٗرک بلکہ چھُ تمہِ خیالُک اکھ بیانہٕ مجردیتھ نازکی صابس نِشہٕ شعر بنیومُت چھُ یتھ شعر چھُ اصلس منز یتھ پاٹھۍ۔

لَوْ نَاسَبَتْ قَدْرَهُ آيَاتُهُ عِظَمًا
أَحْيَى اسْمُهُ حِينَ يُدْعَى دَارِسَ الرِّمَمِ

تہ نازکی صابُن ترجمہٕ چھُ

شانہٕ بوٗڈ ہادِ معجزات اگر
یُس ژٕرِن دل دِیَن رٕٹوٗ یہ جگر

یتھے پاٹھۍ چھُ اروَسزٕ اَہم شعر اصلس سٟزٕ ییتھٕ پاٹھۍ:

كَاَنَّمَا اللُّؤْلُؤُ الْمَكْنُوْنُ فِيْ صَدَفٍ
مِنْ مَّعْدِنِيْ مَنْطِقٍ مِنْهُ وَمُبْتَسِمِ

تہ نازکی صابُن پیکر تراش تخٔیل چھُ ییتھٕ پاٹھۍ لوٗش چھکان:

دند کرٕ ژٕ کورِ زن نبس اندر
موٗختہٕ یاقوت کُس ڈبٕس اندر
کانِ یاسین تہند سہٕ غنچہٕ دہن
وٕہ تبسُم سہٕ رنگ لبتہٕ چمن

نازکی صابنٕن ترجمہٕ چھِن تخلیقی گلکارِین سٟزٕ چھےٚ سو دلکش موٗسیقی تہٕ شاٲمل یوسہٕ تمام ہٕرٕ ژٕ شاعری ہُند زیور چھےٚ تہٕ یوسہٕ ترجمہٕ کِس ہر شعرس

سٟزٕ جود وُزناوان چھےٚ یِتھٕ پاٹھۍ:

روزِ کیا ژٕ وٗرِ چشمہٕ چھےٚ گریان
بوزِ کیا دل سُران چھُ کم طوٗفان

سٕر شامَن سہٕ آو والِپس دراو
رٲژِ راتس نلوٗمٕنے نابِ اُلاو

ترجیح اکھ خوٗبی چھےٚ یہٕ زِ اَتھ منزٕ چھُ کٲشرِ روزمرہ تہٕ محاوراتی زبان برٕژٕ مہارتہٕ سان وَرتاونہٕ آمُت: مثلے

تھاوِ وٕتھ یِم نصیحتکی طوٗمار
چاژِ کٔتھ مصلحت بہٕ لولہٕ بیمار

نوشدارو نصیحتُک برَسٕر
لول ناٚلس ژٕٹھ کڈان بازر

دین و دنیا پنٕنۍ کرم کٔرۍ زٕم
رحمتچ جوٚیہ جوٗیہ دل بٔرۍ زٕم

واریاہن جایَن چھ ترجمہٕ کارن اصلہٕ کِس اِحساسَس پھُٹھ کڈان کڈان تِہ تۄ خوبصورتی پٲدٕ کرمٕژ۔ مثلاً:

حمدیس ذاتٕ حق پران پاتٔے
وصف گنزرٕنۍ تہندۍ بہ کوٚزانٔے
"نعت گو" پانہٕ ذوالجلال تمن
یہ چھُ بوڈ عزتُک کمال تمن

یا

ناکِ گردنہٕ طوٗمار گوٚنہٕ ہَن ہندۍ
دراس زٕن "ہدیِ اعظم" تَس ڈٔنڈ وٕنڈ
چھم ندامت کٔریا قبوٗل کٔریا
رحمتُک رَودٕ مٔے کٔن نزوٗل کٔریا

کُلَس پیٹھ وُنو یہ کہ نازکی صٲبُن ترجمہٕ چھُ اکھ مستقل بالذّات تخلیقی کارنامہ یتھ اندر قصیدہ بردُک سپرٹ پوٚرہ پوٚرہ ملحوٗظِ نظر تھاونہٕ چھُ آمُت مگر یہ چھُ اصلہٕ نِشہ بہتر تخلیقی زبانۍ ہندِس لباسَس منز جلوہ گر سپُدمُت۔

نازکی صٲب چھ بجا طورانہٕ بلند پایہ تہٕ بابرکت کارنامہ خاطرہٕ سیٹھاہ مبارکبادُک مستحق۔ اللہ تعالیٰ کرِنٕ تہندِ یہ خدمت قبوٗل تہٕ تمن کرِن جزاۓ نیک عطا تہٕ یتی کرِن مےٚ بندٕ عاصیس تہٕ پننہٕ مغفرت تہٕ رحمتہٕ ستۍ فیضیاب۔

ڈاکٹر غلام رسوٗل ملک
صدر شعبہ انگریزی، کشمیر یونیورسٹی
سرینگر

قصیدٕ چھُ اصلن عربی شاعری ہنٛزٕ صنف تہٕ عربن ہنٛز بہترین شاعری چھےٚ اَتھی صنفس منٛز رٹِتھ کھۄتمُت۔ معلقات آسۍ قصیدٕ یم دورِ جاہلیتس منٛز خانہٕ کعبس عربچہِ بہترین شاعری زٕنگی دریدہ بنِتھ الانٛتی آسۍ۔ میون گمان چھُ زِ غزل تہٕ چھُ قصیدٕ منٛزٕ درامُت، تہٕ کیازِ قصیدُک تشبیب چھُ بہرحال غزلٕچی رنگ زٕھِ ڈِو جوانی یاد پاوان۔ یتھ منٛز فِراق، ہجرُک نار تہٕ جُدٲیی ہنٛز زٕھر ڈِزٕھرٹ نظرِ گژھان چھےٚ۔ درحقیقت اوس عربی قصیدن منٛز یوٚہے حصہٕ سارِوٕے کھۄتہٕ زیادٕ زوردار، جذبٲتی، رٕلِ تہٕ رنگہٕ رۄن آسان۔ غزل کردراوامہ نِشہِ بحیثیتِ بیوٚن صنف نوٚن چھُ ہنادِمُس منٛز تہٕ اَتھ چھِ مزید مطالعُک ضرورت۔ یُس یتھ بحثس ستۍ متعلق چھُنہٕ باسان البتہٕ یہ کتھ چھےٚ ثبتہٕ زِ غزل تہٕ چھُ عربی زبانۍ ہندٕ لفظ، یتھ معنہٕ چھُ سُہ کلام یتھ منٛز معشوقہٕ سُند حُسن وجمال، پنُن ذوق وشوق، ہجر

تہٕ وصال یا گُل تہٕ بُلبُل تہٕ دٕیتھ منظرکشی ہند تذکرٕ آسہٕ۔ اَفے چھ لتَ شخصَس عربی پاٹھۍ "غزل" وَنان یُس عشق تہٕ مُحبت یا پننِس معشوقہٕ سُند تذکرٕ بار بار کرِ۔ تہٕ زنانن ستۍ راز و نیاز چھ کتھ کرٕ۔ غزلک بیا کھ معنی چھُ رُزوُبٹھ۔ ستھ کتن تہٕ خالی ستھر تہٕ۔ یُس بہرحال غزلکہ اصل موضوع نِشہِ بالکل دوٗر چھُ۔ غزلُک اصل یاوُن چھُ پزی پاٹھۍ فارسی شاعری منٛزٕ سعدی تہٕ حافظس نِشہِ رنگ زٕھٹان تہٕ یہِ عربی گُلالہٕ چھُ عجمی ماحولس منٛزٕ زیادٕ گُلنار گژھان، میون خیال چھُ زِ عربی قصیدٕ کو مدح خوانی تہٕ قبیلن ہندِ سردارن ہنٛز قدرشناسی پننہ اصلہ نِشہِ دوٗر تہٕ یہ اثر گیاو تمہ ساتہٕ ییلہِ اسلام پننہ پتہٕ اُموی دورِ پیٹھ بروہہ کُن قصیدٕ بڈین بادشاہن ہند دریوزٕ گر بنیاو۔ اسلامہ برونٛٹھ یعنی دورِ جاہلیتس منٛز اوس قصیدٕ شاعرن ہنٛز ذاتی شجاعتُک، نسبی فضیلتُک، پننہ خاندانکِ عظمتُک پننین سوارن ہنٛز برق رفتاری تہٕ پننین تلوارن تہٕ کرتلن ہنٛز آبداری ہُندٕ یوت تذکرٕ۔ اَتھ ستۍ ستۍ اوس صحراون ہنٛز وُسعت نخلستانن

ہُند شہجار تہٕ ڈیر جانٛہ ہندی لۄت یاد، تِمَن رنگہٕ ڈولین تہٕ محفلَن ہُند راوَن تیول تہٕ پیتراوُن یمہٕ شاعرس یا قصیدٕ نگارس وُدٕ روگ تُلان آسہٕ۔ گویا نسوٲنی عشق اوس یمَن قصیدن ہنٛز سۄج زیرین لۄب۔ آخرس تام قصیدٕچ دلچسپی، ایمائیت تہٕ ڈرامائیت برقرار تھاوان آسٕ۔ اسلام ییہٕ پتہٕ ژھینٛی جہالتکہِ دور کہِ زال تہٕ قرآن مجیدٕچ لاہوتی لے نٕبیہِ عربی ادبٕچ کہۄٹ۔ اَتھ جدلیاتَس منٛز گوو قصیدٕ تہٕ مسلمان تہٕ دورِ مسعودِ نبویؐ تہٕ خلفاے راشدینٛن ہندِس دورس تام رُود یۄہے معیار قایم۔ حسان بن ثابتؓ ہنٛز شاعری چھےٚ اَمہِ معیارٕچ بہترین مثال۔ یہ چھےٚ وِزِ یمَن تمام قصیدن ہمۄ سام۔ البتہٕ زیرِ نظر قصیدۂ بردس متعلق کینہہ ونُن چھُ ضروری۔

قصیدۂ بُردُک مصنف حضرت امام شرف الدین محمد البوصیریؒ چھُ ستِمہِ صدی ہجری ہندی مشہور تہٕ بُلند پایہ عربی شاعر۔ یہ چھُ سُہ وقت یلہٕ منگولو اسلامی دُنیا تہٕ وبالا اوس کوٚرمُت۔ قصیدٕ اوس یمَنہٕ میزانہٕ ڈلتھ۔ دُنیاوی پادشاہن ہندین دربارن ہُند زینت بنیومُت۔ اَمہِ حیثیتہٕ چھُ یہ قصیدٕ اکھ نادر قصیدٕ یُتھ ممدوح کانہہ دُنیاوی بادشاہ یا معشوق چھُنہٕ بلکہ چھُ سُہ ذات پاک ﷺ یُس تمام کائناتُک محور، مطلب تہٕ روح چھُ۔ حضرت بوصیریؒ چھِ یکم شوال سنہ ۶۰۸ھ مطابق ۷، مارچ ۱۲۱۳ء ابوصیر یا بوصیر ناوٕچہِ جایہِ زامتہٕ اَدے چھِ یمَن "البوصیری" ونان۔ یہند زندگی ہندی سرہم واقعات چھِنہٕ میلان۔ شاید اگر یمَن قصیدٕ بردٕ لیکھہِ ہن نہٕ یہُند اسم گرامی ماروزِہے پردٕ خفاہس منٛز۔ وَنہٕ چھُ یوان اوائلِ عمرس منٛز آسی یِم دہن وری یِن بیت المقدسس منٛز روزان۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ آے مدینہ منورہ تہٕ بنٛیہِ تتی بسکین۔ اَمہِ پتہٕ رُود یِم مکہ معظمس منٛز ترٛوٲہن وری یِن معلمِ قرآن سندِ حیثیتہٕ مامور۔ ترٛوٲہ وُہری درایہ مکہ منٛز تہٕ سرکٲری ملازمتُک سِلسلس منٛز گے بلبیس تہٕ آخرس گے (بقولِ حاجی خلیفہ) سنہ ۶۹۴ھ بقولِ امام سیوطیؒ سنہ ۶۹۵ھ تہٕ بقولِ مقریزی تہٕ ابنِ شاکر سنہ ۶۹۶ھ منٛز اسکندریہ یمہٕ عالمہٕ۔ تہٕ فسطاط جایہِ آے

حضرت امام شافعیؒ ہندِس مزارس قریب دفن کرنہٕ۔ حضرت بوصیریؒ
چھِ بلند پایہ عالم آسنس سٕتۍ سٕتۍ زرّین رقم خطاط تہٕ آسۍ مٕتۍ۔ تہٕ یہے خطاطی
اُس تہُند اوذِ کماونُک ذریعہ۔ یہُند دیوان تہٕ چھُ دیوانِ بوصیری
ناوٕ قاہرہ شایع سپدُمُت۔ یتھ منز یہٕ قصیدٕ "الکواکبُ الدُّرِّیہ
فی مدح خیر البریہ" ناوٕ شایع گومُت چھُ۔ اَمہِ قصیدُک دوٚیُم
ناو چھُ قصیدہٕ بردہ تہٕ۔ یتھ قصیدس چھِ عربی، فارسی، اردو تہٕ لاطینی
زبانٕ منز شرح تہٕ آمتۍ لیکھنہٕ۔ اَکھ فارسی ترجمہ چھُ حضرت عبدالرحمن
جامیؒ ہوی بٔڈۍ عاشقِ رسولن کوٚرمُت تہٕ اکھ اردو ترجمہ یتھ منز
ترجمہ کارن اصل عربی قصیدٕ حضرت جامی سُند فارسی ترجمہ تہٕ بینٕ گلہٕ
عقیدت رلاوتھ پیش کٔرمٕتۍ چھِ۔ چھُ جناب محمد فیاض الدین نظامی
بہزاد دکن سُند ہدیہ ۳ بہٕ چھُسنہٕ عربی زبانِ ہُند عالم، شناسا
تہٕ نہٕ، البتہ اگر لفظس معنی نکرترُن تہٕ جملُک اصل سمجھُن زبان زانٕنکۍ
ابتدائی تقاضہٕ پوٗرٕ کران چھِ۔ تیلہِ چھُس بہٕ اَتھ دٲیرس منز کُنہٕ تام شامل۔

میانہٕ خیالہٕ چھُ شعرس تہٕ چہ اصل زبانٕ منز تفسیر تہٕ تفہیم تام
کرُن ناممکن۔ تہٕ کیازِ شعر چھُ بذاتِ خود اکھ طلسم یُس توٚت تام لنجہ پیچھک
پوش یا گولاب بٔرگس پیٹھ لوٚتیٚج چھُ یوت تام سُہ پننس اصلی صورتس منز
چھُ۔ تہٕ بیلہٕ سُہ معنہٕ مطلب کُس جراحت خانس تراوُن سُہ چھُ لنجہ پیٹھ ژھٕنان
تہٕ عمل جراحی ہُند شکار گژھتھ نابود گژھان گویا طلسمُک خاب چھُ پھٔٹتھ
پننہٕ تعبیر کٕنن وٲرانن منز راوان۔ یہ گوو پننہٕ زبانٕ ہُند حال تہٕ بیلہٕ عربی
ہشہٕ پُرجلال زبانٕ ہنز شاعری کاشرس ماحولس منز ترجمہ کرنہٕ یہو تتھ
کیا حالت گژھہِ تہٕ تہٕ چھُ معلوم۔ یتھ ڈلوٚہ تیلہِ کیا جواز چھُ میانس ترجمس
روزان۔ مےٚ چھُ اَتھ سلسلس منز عرض زِ شاعری چھےٚ اکھ بود، اکھ طلسم
اکھ خاب تہٕ اکھ مدہوشی، فن پارہ چھُ حساس قارئیس اکھ ماحول، اکھ دُنیا
تہٕ اکھ طلسم خانہٕ مہیا کران اگر یمہ ساروٚے چیز قایم تھاوِتھ اَمکہٕ رُحُک
اظہار کرنہٕ ییہ۔ سُہ اگرچہ اصل آسہٕ، مگر اصلُک عکس آسہِ ضروری۔ مےٚ
چھےٚ یتھ حدس تام نیازمندی زِ مےٚ چھُ جرات بیجا کوٚرمُت یا مےٚ نہٕ۔

آلودٕ دامن تہٕ روسیاہ حضور نبوی صؐ منز یژھ جسارت کرٕن چھُ دیدنی،
مگر میانہِ جگرٕچ دٔگ تہٕ چشمن ہندٕ ربہٕ منٛشہٕ رٕود چھُ مےٚ حوصلہٕ بخشان،
مےٚ چھےٚ کوشش کٔرمٕژ زِ حضرت بوصیرینٛ یُس خاب وُچھمُت اُس تہٕ تام
واتنو وُنہٕ کرٕنہٕ بہٕ پننہٕ زبٲنۍ ہندِ محاورٕ تہٕ روزمرہ ذریعہ رٕنٛچ کوشش؛
بہٕ وُنہٕ اَتھ کوشش ترجمہٕ بلکہ وٕنِس ADAPTATION مےٚ
چھُ قصیدٕک رُوح قٲیم تھاوِتھ اَتھ مُبارک قصیدس کاشُر وَردن
لاگنٛچ کوشش کٔرمٕژ۔ مےٚ چھےٚ کینہہ LIBERTIES تہٕ نیمٕژ۔
حضرت جامیؒ تہٕ بہزاد صابن چھُ قصیدٕکس بحرس بلکہ ردیف
قافیس تام اصل قصیدکہٕ تتبع کوشش کٔرمٕژ۔ میانہٕ خیالہٕ چھُ اَمہِ
سِتۍ تمن اکس محدُود دٲیرس منز قٲد پیومُت روزُن یمہِ سِتۍ
قصید محض لفظہٕ ترجمہٕ چھُ بنیومُت تہٕ اصل رُوح چھُنہٕ ظاہر گومُت
بحرٕنٛگ ورتاو مےٚ کٔشیرِ منز ہر دل عزیزٕ درٕودچ بحر تہٕ ہیتہٕ زٕنگ تھود
مےٚ اَتھ مثنوی ہند فارم۔ اَمہِ سِتۍ گوو میانہِ خاطرٕ ممکن زِ لفظو بجایہ
گژھہِ خیالس ترجمہٕ تہٕ پیکرٕ بجایہ ہاوُرٕچ پننہٕ جلوہٕ کیتھ حدس تام چھُس
پننہٕ کوشش منز کامیاب سپدمُت یہ فاصلہٕ کرُن چھُ تہندِ کامہ
عربی تہٕ کاشرِ زبانۍ ہندۍ ماہر چھہٕ تہٕ کیازِ مےٚ چھُ عربی قصیدے زیرِ نظر
روٗدمُت فارسی تہٕ اردوٗ ترجمہٕ چھےٚ مےٚ فقط رہنمائی تہٕ لقابلہٕ کامہِ ہیمٕژ۔
یمہِ قصیدٕک وجہِ تصنیف بیان کران چھُ حضرت بوصیری
فرماوان۔ "مےٚ گوو فالجُک حملہٕ تہٕ نصف جسم گوم بالکل بے حس
تہٕ بے حرکتھ سٹھاہ علاج کوٚرُم مگر کانہہ فایدٕ ووٚدُم نہٕ۔ نہایت مایوس
گژھتھ کوٚر مےٚ ارادٕ زِ حضور نبوی صؐ یس منز گُذارٕ بہٕ قصیدٕ تہٕ اَمہِ کی
توسل کرٕ بارگاہ رب العزتس صحت لبنٕچ دُعا۔ پروردگارن اوٚن
میون یہ ارادٕ بعمل۔ تہٕ میون دُعا گوو قبوٗل۔ چنانچہ مےٚ ہیوٚت
قصید لیکھُن۔ قصید تمیس واتتھ گیہٕ مےٚ زوٗلہٕ۔ خابس منز ڈیٹھم
حضور ختمی مرسلت سید المرسلین رحمۃ للعالمین صلی اللہ علیہ وسلم
تشریف فرمایم پھرنو وِنن دستِ مُبارک میانس جسمس پٹھ تہٕ

پٮ۪ٚن رداہ مبارک ترٛووِہم پٮ۪ٹھ۔ فورن گوس بہٕ صحت یاب بہٕ
گوس نیندرِ بیدار۔ مےٚ ووٚچھ پٮ۪ٚن پان مکمل صحت یاب، بہٕ
اوٚسس پلنٛگ تھوٚد تہٕ ہیکان وٕتھتھ پٮ۪ٚکھتھ تہٕ۔ صُبحس ییلہٕ بہٕ
گرِ دراس مےٚ سمکھ اکھ قلندر راہ لٕیس بہٕ اَمہِ بونٛٹھ زانہٕ ہُن بہٕ۔ تٔمۍ
وۄن مےٚ زِ قصیدٕ پٔرِ تہٕ، یتھ منٛز حضورن ہٕندی تعریف کرٕنۍ مٕژ
چھی۔ حالانکہ اَمہِ قصیدک اوسنہٕ اۆت تام کانٛہہ علم۔ مےٚ پرٛژھ
یمن تہٕ کُس ہیوٚ مدحیہ قصیدٕ چھو بوزن یژھان۔ تٔمۍ فرموو۔ یمیک ابتدا
اَمِنْ تَذَكُّرِ جِيرَانٍ بِذِي سَلَمِ۔ چھُ۔ اَمہِ پتہٕ
ووٚتھم بجدا وٕچھکھ مےٚ راتھ زِ بہٕ قصیدٕ حضورِ پُرنور صلی اللہ علیہ وسلمن
ہٕندِس دربارس منٛز پران۔ مےٚ کوٚر بہٕ قصیدٕ یمن حوالہٕ۔ لیکن منٛز گوو
اَمہِ واقعک شور وغوغا یوٚت تام زِ وتھکٕ وزیرالصاحب بہاءالدینس
تام واتھ بہٕ گتھ۔ یِہ گوو اَمہِ واقعہ سٟتۍ یوٚت تام متاثر زِ تٔمۍ کرنوو بہٕ قصیدٕ
نقل تہٕ عہد کوٚرن زِ یُس آسہِ بہٕ قصیدٕ کھوٚرنن وِزِ تہٕ سر برہنہ روزتھ۔

بوزان۔ چنانچہ یُس اوس اَتھۍ حالتس منٛز اکثر اوقات بوزان۔ یُس تہٕ تٔمۍ
سُند خاندان رٛوٚد اَمی قصیدکۍ برکتہٕ دینی تہٕ دنیوی فیوض و برکاتن ہُند
مرکز۔"

علامہ اقبالن چھُ پننہٕ فارسی شاعری منٛز بوصیری سُند یہے
قصیدٕ حضورِ اکرمن وسیلہٕ اَنتھ پننہٕ صحت یابی ہنٛد دعا مونٛگمٕژ تہٕ منٛز
اثر پذیری ہُند چھُ بہٕ عالم روٗدمُت زِ ذوق و شوقس منٛز چھُ تٔمۍ ابتدایی
اشعارن منٛز ماحول یاد کرنہٕ خاطرٕ منظرنگاری خاطرٕ اَمی قصیدکۍ ابتدائی
اشعار ژٔارۍ مٕژ۔

أَمْ هَبَّتِ الرِّيحُ مِنْ تِلْقَاءِ كَاظِمَةٍ
وَأَمْ أَوْمَضَ الْبَرْقُ فِي الظَّلْمَاءِ مِنْ إِضَمِ

کاظمک مُشک چھُوکرِ واوِ گلبو
وُزملو گیند کوٚرا اِضم تہٕ بُلبو

تہٕ اقبالُن صاحبٕ مصرعہٕ چھُ سہ ریگ نواحِ کاظمہ نرم ہے مثلِ پرنیاں

یاسہ کوہِ اضم کو دے گیا رنگ برنگ طلیاں

تہٕ اقبالن چھُ دوٚیمِس بندس منٛز یہ کتھ شروٗع کران زِ تہٕ جبریلس تہٕ دِتہٕ ہاوِکھ

بُنھ حضرت بوصیرس نزدیک بنہاوان چھُ۔

آئی صدائے جبرئیل تیرا مقام ہے یہی

اہلِ فراق کے لئے عیشِ دوام ہے یہی

کوہِ اضم چھُ مدینہ منورس نزدیک وُڈرن ہُند اکھ سِلسلہ تہٕ ذی سلم

چھُ اکھ حسین گام۔ اَتہٕ بیٹھے چھُ حضرت بوصیری پننے وڈر

مالن پرانین کھنڈرن تہٕ دردِ گامن ژھانڈ دِوان۔ تہٕ تشبیب

موکلاوِتھ محبوب بدن مدحن کُن گریز کران۔ تہٕ اَمہٕ پتہٕ اُمی عالیجناب

ذاتکی وصف کشف، وحی، الہام، فتحمندی، نیازمندی، رحمتُک زد

بناوِتھ بروہ بہکہٕ ناوان۔ تہٕ ساریے قصیدس منٛز چھُ پانہٕ رحمۃ للعالمین

ڈکھس تہٕ مہر تصدیق ثبت فرماوان۔ اَمہٕ قصیدکہٕ عظمتُک کیا

چھُ اَمہٕ کھوتہٕ ثبوت زِ بہزاد صاب چھُ پننِس مقدس منٛز لیکھان۔

"اس قصیدے کو میں نے ۱۹۵۶ء میں مسجد نبوی کے گنبدوں میں نہایت

خوشخط لکھا ہوا دیکھا ہے۔"

بہٕ کرِ بیہ اکہ لٹہ پننِس جسارتس کُن اشارہ۔ بہٕ چھس خدایس نِند

ساروے کھوتہٕ زیادہ گوناہ گار بندہ۔ مے چھُ پننین صغیرہ وکبیرہ گوناہن

ہُند اقرار۔ مگر ممدوح چھُ رحمتُک ذریا وکیا بڈ کتھ چھے زِ محشرس منٛز

ییلہِ حضرت بوصیرس نورک انعام یہ بخشنہٕ، حضرت جامیس خلعت

دِلنہٕ تہٕ باقی ترجمہٕ کارن مایے بڑن، مے رویاہس کُن تہٕ ووتھ تہند

گوشہٕ چشم۔ تہٕ اُتھی تہٕ نیر بہٕ دریاے معاصی منٛز تہٕ رحمت رٹم نِہس

تَل۔ بقول جامئ کشمیر حضرت عبدالاحد نادمؔ۔

سوہ بڈا اِستھ کون ہیتھ دزامژ

چھنے خریدار یوسفس آمژ

دیت مے دِل خوش بانئن منٛز

یتھ ہنم ناو نعت خوانن منٛز

یہ مُسودس چھ ڈاکٹر غلام رسُول ملک صابن مُقدمہ لیوکھمُت۔ ملک صاب چھ انگریزی شعبکی انچارج سربراہ۔ اللہ تعالیٰ ہن چھ تمن علمُک نوُر تہٕ علمہٕ ہند شعوٗر دوشوٕے چیز عطا کرِی متہٕ۔ تمن چھ عربی، فارسی، انگریزی، اردو تہٕ کاشُر زبانٕ ہندن علم گنجن ہُند صحیح ادراک۔ بہٕ چھُس تہند شکر گذار زِ تمو کوڈ وقت تہٕ اصل عربی قصیدس سٕتؠ کوٗرکھ شعر پٕتھ شعر ترجمُک تقابل، تمہٕ پتہٕ لیوٗکھکھ دلسوزی تہٕ جان گدازی سان سرِ دارِ دو عالم ہندِ لولہٕ تہٕ میانہٕ التجاہ مُقدمہ۔ لیُن یوٗ مختصر آسنہٕ باوجوٗد نعتس پیٹھ عالمانہ نظر ہنز باوتھ کران چھُ۔ ملک صابن یم تعریف میانس ترجمس کرِی متہٕ چھ سو چھےٚ تہنز ذاتی رأے تہٕ مےٚ متعلق تہند حُسنِ نظر۔ تنقیدکس بازرس منز چھےٚ تہنز دیانتداری مُسلّم۔ مگر غیر بےٚ چھُسا اتھ لایق۔ بہٕ چھُس تہند شکر گذار۔

بہٕ چھُس مولانا نذیر احمد صاحب دیوبندی مُعلّم مدرسہ رحیمیہ بانڈی پورہ سُند تہٕ سپاس گذار یمو بڈ دردمندی سان یہ قصیدتہٕ وزنُوٗ زیٖلہٕ بہٕ اتھ ترجمہ کران اوسُس۔ یہ چھےٚ اللہ تعالیٰ ہنز عنایت زِ مولانا صابس آو یہ ترجمہ مہنایت پسند۔ یمہٕ تٕے مٕے بروٗنہہ پکنُک حوصلہ پیُٚد۔ نتہٕ چھ ممکن زِ بہٕ ماہمہٕ ہا پتھے۔ مگر مولانا ہنز علمی لیاقت آس امہٕ کتھہٕ ہنز ضامن زِ بہٕ چھُس نہٕ اندٕ گٹہٕ تیر چلاوان۔ اللہ تعالیٰ بخشن مولانا صابس رت جزا تہٕ رحمتُک بٕے گرُدنس اتھ روٗٹ۔

ڈاکٹر سید محمد امین اندرابی ڈایریکٹر اقبال انسٹی چیوٹ چھ میانہ ارجمند عزیزو منز۔ اُمس چھ رُح تہٕ جسم دوشوٕے خاندانِ مرتضوی کِ حشم تہٕ چراغ۔ اندرابی دودمان چھ اُہند نسب تہٕ نقشبندی قبیلہ یہُند حسب اُہندس پیکرس منز چھ اندرابی جمال تہٕ نقشبندی جلال باہم پیوست۔ عشق نبوی چھ اُہند سر و سامانِ کار، اوٕے یمہٕ ساعتہ پیٹھ مٕے قصیدہ بُردہ کاشرس شعر گرتس منز آنہٕ نٕچ کوشش کرٕ، اُہندِ عشقُک الاو روٗد مٕے نٕن جلاو دِوان ایم آسہ یمِن کہن بہن دوہن مٕے

روزانہ پرٛزھان زِ بہٕ کوٚت دوٗلتھ تہٕ بیلہِ یہٕ کاشُر ترجمہٕ پرٛن ہیوان اوٚسُس یِم تہٕ اَسی سیاٗنی پاٹھۍ زرٛوٗد ہارِتھ زَن تہٕ ممدوٗح بردہٕ بندِ س درود س پراران ۔ امین صابنہٕ علمی صلاحیتہٕ چھہٕ اَسی ساریٚ متعرف یہٕ آسنہٕ خالص عقیدتمندی، بلکہ کینژن جاین دِتیٚ یمو سے ترجمس متعلق نہایت پرٛٲ مشوٗرہٕ تہٕ کیا زِ یِم چھہٕ شعرکۍ مزاج شناس آسنس ستۍ ستۍ عربی، فارسیکۍ تہٕ رمز شناس ۔ قصیدہٕ مکمل سپدِتھ تہٕ میون طبیعت پرزناوِتھ کرٕ یمو پیشکش زِ یِم چھاپن یہٕ قصیدہ پننہٕ مزاجہٕ تہٕ لولہٕ مطابق ۔ چنانچہ یمو کرٕ فورا کاتب تہٕ پبلشرس ستۍ کتھ ۔ یمو یمہٕ ذوق و شوقک اظہار کوٚر تھ کیاہ بدلہٕ دِ بہٕ، البتہٕ مدینک خواجہٕ کرپاتے یہندِس لولس خریدار ی. تہٕ یہندِ خلوٗصچ قدر ۔

یہٕ قصیدہٕ بوزن والین تہٕ پننہٕ سرخوشی ہند اظہار کرن والین ہند تذکرٕ کرٕن چھنہٕ ممکن، اگر بہٕ چھُس تمن ساریٚ ہند ممنوٗن ۔ تمو بوٗر پننہٕ پرٛژھ لول تہٕ مے ہُریاو آبرو ے ۔ البتہٕ یمو ستۍ چھہٕ ڈاکٹر کمال الدین فاروقی صابُن خصوٗصن یہٕ درخواست کوٚرمُت زِ یِم یتھ قصیدس پرٛن تم گژھن دربارِ نبوی کس اُمس عقیدت مندس تہٕ یاد تھاوِنٕ تہٕ دعا کرِنٕ ۔

معراج ترکوی صابُن چھُ پننہٕ خطاطی ہندِ فنچہٕ شریف تہٕ شاداب زبانہِ ستۍ پننہٕ عقیدتک اظہار کوٚرمُت ۔ خطاطی چھہٕ مسلمانن ہند آرٹ یمہٕ ستۍ یمو خدایہٕ ہندِ جیگ تہٕ نبیؐ ہندِ عشقک اظہار خاموشی ہنزِ زبانہِ ستۍ کوٚرمُت چھُ ۔ ترکوی صاب چھہٕ کشیرِ ہنزِ وقتہٕ کیو بہترین کاتبو منزٕ یُس یمہٕ لولہٕ تہٕ محبتہٕ یہٕ کام شوقہٕ سان اند واتناو، سُہ چھہٕ پرٛژ ی پاٹھۍ یہندِ معصوم عشقچ اکھ مثال ۔ نبیؐ وندِن اُہندِس شوقس، یُس یہنزِ ہرٛژھ پرٛژھ ہند آئینہٕ چھُ ۔

اللہ جل شانہٗ تھاوِن یہٕ میون نذرانہٕ قبوٗل تہٕ میانِن شرٕن زٕرِن پوشہٕ ناوِن رحمتکس نبیؐ سند لول تہٕ اُمی لولکہٕ پاپہٕ ژھنکھ نمناس وقتہٕ چوٚن اسہٕ ترٛاس وٕ توٚلنش ۔ پروردگار بخشِن یتھ ترجمس سے قبولِ عام یُس اصل قصیدک طالع چھُ ۔

ڈاکٹر رشید نازکی
پروفیسر شعبہٕ کٲشری، کشیر یونیورسٹی

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

١ أَمِنْ تَذَكُّرِ جِيْرَانٍ بِذِيْ سَلَمٍ
مَزَجْتَ دَمْعًا جَرٰى مِنْ مُّقْلَةٍ بِدَمِ

اے زیادِ صحبتِ یارانت اندر ذی سلم
اشکِ چشم آمیختی باخوں رواں گشتہ بہم

یارِ دلدارِ ذی سَلَمُ پیٹھ یاد؟
خوٗن ہورتھ اُچھو تہ لویتھ ناد؟



٢ أَمْ هَبَّتِ الرِّيْحُ مِنْ تِلْقَاءِ كَاظِمَةٍ
وَاَوْمَضَ الْبَرْقُ فِي الظَّلْمَاءِ مِنْ اِضَمِ

یا مگر از کاظمہ بادے وزید از کوئے دوست
یا مگر در نیم شب برقے جہیدہ از اِضم

کاظمُک مُشک چھوٗکھ واوِ گُلبو؟
وُزملو گِیند کوٗرا اضم تہ بُلبو؟

٣ فَمَا لِعَيْنَيْكَ اِنْ قُلْتَ اكْفُفَا هَمَتَا
وَمَا لِقَلْبِكَ اِنْ قُلْتَ اسْتَفِقْ يَهِمِ

چیست چشمت را چہ گوئی خشک شو گریاں شود
چیست دل گوئی بہوش آشفتہ گردد ز غم

روزِ کیا ژٔرِ چشمہ چھے گریان
بوزِ کیا دِل سٕراں چھُ کم طوفان



٤ اَيَحْسَبُ الصَّبُّ اَنَّ الْحُبَّ مُنْكَتِمُ
مَّا بَيْنَ مُنْسَجِمٍ مِّنْهُ وَمُضْطَرِمِ

اے تو پنداری کہ عشق عاشقاں پنہاں شود
باوجودِ آتشِ دل سوز وآب چشم نم

توتہٕ عشقس نکار ممکن چھا
کُس کری اعتبار ممکن چھا

۵ لَوْلَا الْهَوٰى لَمْ تُرِقْ دَمْعًا عَلٰى طَلَلٍ
وَلَا اَرِقْتَ لِذِكْرِ الْبَانِ وَالْعَلَمِ

گر نہ بودے عشق اشکت بر طلل کَے ریختی
کَے بدے بے خواب چشمت از غمِ بان و علم

خمہٕ ڈٕھکی ہتی وَدال ژٕ وٲرانَن
"بان" و علمکی فسانہٕ مُشراوَن



٦ فَكَيْفَ تُنْكِرُ حُبًّا بَعْدَ مَا شَهِدَتْ
بِهٖ عَلَيْكَ عُدُوْلُ الدَّمْعِ وَالسَّقَمِ

چوں کُنی انکار عشقش چوں گواہی میدہند
بر تو اشکِ چشم دیگر زردیِ روئے سقم

ژھاپہٕ تھاوِنی یٕژھنہٕ یہٕ لولہٕ بیمٲری؟
اۆش تہٕ دوش دل جگر چھےٚ اَتھ اِظہارَس

وَاَثبتَ الوجدُ خطّی عبرۃٍ وّضنیً

مِّثلَ البہارِ علی خدّیك والعنمِ

عشق ثابت کرد بر وخطِ اشک و لاغری

چوں بہار روئے یارو سرخیِ شاخِ عنم

لاغری زرد روے اوُش تراوُن

گاہ وۄشلِتھ گلالہٕ منٛد چھاوُن

یم چھہٕ سارِی نشانہٕ چھےٚ ژٕ صنم

لالہٕ روٗخ چھی دزان "شاخِ عنم"



نعم سرٰی طَیفُ مَن اَھویٰ فارّقنی

والحُبّ یعترِضُ للذّاتِ باالاَلمِ

چوں خیالِ دلبرم آمد مرا بے خواب کرد

عشق آرد درمیانِ خرمی رنج و الم

سرِ شامن سُہ آو والیس دزاو

رَاتٕ راتس لَلوٗ میٚ ناہٕ اَلاو

۹ يَا لَائِمِي فِي الْهَوَى الْعُذْرِيِّ مَعْذِرَةً
مِنِّي إِلَيْكَ وَلَوْ أَنْصَفْتَ لَمْ تَلُمِ

۱۰ عَدَتْكَ حَالِي لَا سِرِّي بِمُسْتَتِرٍ
عَنِ الْوُشَاةِ وَلَا دَائِي بِمُنْحَسِمِ



اے کہ در عشقم ملامت میکنی معذور دار
گر ترا انصاف باشد عذر آری از کرم

حالِ من وز تو گزشتہ سرِ من از دشمناں
نیست پنہاں دردِ من زائل نہ گشتہ از دلم

تھاو وُٹھ یم نصیحتکو طومار
چأنی کتھ مصلحت بہ لولہ بیمار

ننگ و ناموس عشق چھا مانن
یار، اغیار، حالِ دِل زانن

۱۱ مَحَضْتَنِی النُّصْحَ لٰکِنْ لَّسْتُ اَسْمَعُهٗ

اِنَّ الْمُحِبَّ عَنِ الْعُذَّالِ فِیْ صَمَمِ

تو نصیحت میکنی نیکو و من می نشنوم

عاشقاں باشند دایم از ملامت در صمم

نوشدارو نصیحتٔ بر سر

لول نالس ژٕٹھ کڈان باژر



۱۲ اِنِّیْ اتَّهَمْتُ نَصِیْحَ الشَّیْبِ فِیْ عَذَلٍ

وَالشَّیْبُ اَبْعَدُ فِیْ نُصْحٍ عَنِ التُّهَمِ

شیب پندم داد و من بردم گمانِ بَدبرو

گرچہ شیب اندر نصیحت دُور باشد از تہم

معتبر اوس پندِ پیرانہ

بوالہوس دِل زِ لُطف بیگانہ

۱۳ فَاِنَّ اَمَّارَتِیْ بِالسُّوْٓءِ مَا اتَّعَظَتْ
مِنْ جَهْلِهَا بِنَذِیْرِ الشَّیْبِ وَالْهَرَمِ



۱۴ وَلَا اَعَدَّتْ مِنَ الْفِعْلِ الْجَمِیْلِ قِرٰی
ضَیْفٍ اَلَمَّ بِرَاْسِیْ غَیْرَ مُحْتَشِمِ

نفس فرماں دہ بہ بدہا میکند ذمیم خراب
وز جہالت پند نہ پذیرد ز پیری و ہرم
یاونَ دوٗپ بجبر ونان چھ کتھا
پوخبہ کتھ زانہ کیا یہ خام بتا

ہم نہ کرد او کار نیکو بہر مہمانی او
بر سرم آمد فرو داز من نگشتہ محتشم
یاد از پیوم بیلہ جوانی راو
تمی ونیو پوز مگر سے کتھ مناو

١٦ لَوْ كُنْتُ اَعْلَمُ اَنِّیْ مَا اُوَقِّرُهٗ
كَتَمْتُ سِرًّا بَدَا لِیْ مِنْهُ بِالْكَتَمِ

١٧ مَنْ لِّیْ بِرَدِّ جِمَاحٍ مِنْ غَوَایَتِهَا
كَمَا یُرَدُّ جِمَاحُ الْخَیْلِ بِاللُّجُمِ



گر بدانستم که مهمان را نمیدارم عزیز
کردمی تغیر اسفیدئ مویم از کتم
قدر زانم نہ پیر مهمانس
یام ووتس وڈں بجبر وآرانس

نفسِ سرکش راز بے راهی که می آرد براه
چوں لگامے اسپ سرکش آورد از راه هم
چھا سا کانشر ھار کا ویس واوس
لاگمن تھپھ کرو لوگس داوس

۱۷ فَلَا تَرُمْ بِالْمَعَاصِیْ کَسْرَ شَهْوَتِهَا
اِنَّ الطَّعَامَ یُقَوِّیْ شَهْوَةَ النَّهِمِ

پس مجو بر فعلِ عصیاں کسرِ شہوتہاے نفس
زانکہ قوت میدہد شہوت طعام اندر شکم

نفس امارہ خوش گوٚنہ گاٚری
آنہٕ گوٗمُت تُلان پڑتھ خاٗری



۱۸ وَالنَّفْسُ كَالطِّفْلِ اِنْ تُهْمِلْهُ شَبَّ عَلٰی
حُبِّ الرَّضَاعِ وَاِنْ تَفْطِمْهُ یَنْفَطِمِ

نفس چوں طفل است گر شیرش دہی دائم خورد
ورنہ شیرش باز داری او نہ خواہد ہیچ دم

کرانہٕ شُر دود لا علاج تمس
ماجہِ ہُند دود ژٹُن علاج تمس

١٩ فَاصْرِفْ هَوَاهَا وَحَاذِرْ اَنْ تُوَلِّيَهٗ

اِنَّ الْهَوٰی مَا تَوَلّٰی یُصْمِ اَوْ یَصِمِ

باز گیرش از ہوا بر خود ہوا حاکم مکن

چو ہوا حاکم شود دینت بشد یا گشت کم

بدحوٰاسی ہوس چھنے وہ تلاوان

حاکماہ رعیتن چھُ مند چھاوان

٢٠ وَرَاعِهَا وَهِیَ فِی الْاَعْمَالِ سَائِمَةٌ

وَاِنْ هِیَ اسْتَحْلَتِ الْمَرْعٰی فَلَا تُسِمِ



نفس را مقہور کن چوں در عمل جولاں کنی

در بچیزے انس گیرد باز دارش از ستم

گاہ لاگان چھُ جامہِ احرامی

ٹھوز کرٗتھ زورِ تھاوِ بدنامی

پانہٕ حاکم بنش مطیع کرُن

از ہواو ہوس بنور پھرُن

٧١ كَمْ حَسَّنَتْ لَذَّةً لِّلْمَرْءِ قَاتِلَةً
مِّنْ حَيْثُ لَمْ يَدْرِ اَنَّ السَّمَّ فِي الدَّسَمِ

لذتے کاں با مضرت باشد آراید بخلق
آں چناں کو در نیابد ایں کہ زہر اندر وسم

لذتن موت پیٔ یاگ رام کرٕن
ہانگ ھرناٹن بدام کرٕن



٧٢ وَاخْشَ الدَّسَائِسَ مِنْ جُوْعٍ وَّمِنْ شِبَعٍ
فَرُبَّ مَخْمَصَةٍ شَرٌّ مِّنَ التُّخَمِ

تو بترس از حیلہ ہائے نفس چوں جوع و شبع
گاہ باشد گشنگی بدتر ز سیری و تخم

سوم رٹُن یتھہٕ فاقہٕ روزی زانٔھہ
کوم کرٕس یتھہٕ ژورٕ سوزی زانٔھہ

وَاسْتَفْرِغِ الدَّمْعَ مِنْ عَيْنٍ قَدِ امْتَلأَتْ

مِنَ الْمَحَارِمِ وَالْزَمْ حِمْيَةَ النَّدَمِ

پس بہار از دیدگاں اشکت کہ چشمت پُر شدہ

از محارم پس ملازم شو بدرگاہِ ندم

چشمہ چھَل ہر خوُنِ باراَئی

پُتھ پھُٹی دِل تھبکھ نہ جولاَئی



وَخَالِفِ النَّفْسَ وَالشَّيْطَانَ وَاعْصِهِمَا

وَإِنْ هُمَا مُحَضَاكَ النُّصْحَ فَاتَّهِمِ

برخلافِ نفس وشیطاں باش فرمانش مبر

ور نصیحت میکنندت قولِ شاں داں مُتہم

نفس وشیطان پُتھنہ بڑمراون

دوس لاگیتھ گوناہ اَباون

٢٥ وَلَا تُطِعْ مِنْهُمَا خَصْمًا وَّلَا حَكَمًا

فَاَنْتَ تَعْرِفُ كَيْدَ الْخَصْمِ وَالْحَكَمِ

ترک کن فرمانِ ایشاں خصم باشد یا حکم

زاں کہ میدانی تو مکرِ خصم و ہم مکرِ حکم

گاہ دُشمن تہٕ گاہ لاگِن دوس

ہرُد صُورت رُٹھن تہٕ والِن پوس



٢٦ اَسْتَغْفِرُ اللّٰهَ مِنْ قَوْلٍ بِلَا عَمَلٍ

لَقَدْ نَسَبْتُ بِهٖ نَسْلًا لِّذِىْ عُقُمٍ

میکنم استغفر اللّٰہ از کلامِ بے عمل

بچّہ میخواہم ازاں زن گو بود صاحب عقم

جامہٕ لیُٔ آسہِ یِم چھِ پرٛژ ناوِنۍ

سانگ لیُٔ آسہِ یِم چھِ دِنہٕ تھاوِنۍ

۲۷ اَمَرْتُكَ الْخَيْرَ لٰكِنْ مَآ ائْتَمَرْتُ بِهٖ
وَمَا اسْتَقَمْتُ فَمَا قَوْلِىْ لَكَ اسْتَقِمِ

۲۸ وَلَا تَزَوَّدْتُّ قَبْلَ الْمَوْتِ نَافِلَةً
وَلَمْ اُصَلِّ سِوٰى فَرْضٍ وَلَمْ اَصُمِ



امر کردم من بہ خیرت خود نہ کردم ہیچ خیر
راستی در دین نہ کردم پس چہ سُود از گفتنم

وُچھتہٖ میٔے کُن دواں بہ لاف وگزاف
ظاگما زنتہٖ بلہٕ تھکان انصاف

توشۂ ہرگز نہ کردم بہرِ زادِ آخرت
وز نماز و رُوزہ جز فرضے نیامد در تنم

چنۂ چھوٚن دٕراس برونٹھٕ زِلوٚکھ سفر
بارِ عصیان چھُ گوٚب ہٕشرِ بَرِ سَر

